موہ آو کرتھی سارسئ نظـراہ
پینیو اَتھو سیت تارِنم موُکی
بناونس پرُنتھ کرنم گُل کاری
پادن لگئے پاری پاریٔے

اہلکارہتھ آم پیتھ طلہ اَنبار
حُرم طلہ کڈنم گُل مِہ رِین
اَمِہ پیتہ اُونہم ہی جامہ کاری
پادن لگئے پاری پاریٔے

*

اوُسس نِتھ نون یموُمئ پینیو
ولہم جامہ ہرہ بونہ مِہ نالی
روُٹھس آدین ہیم آجاری
پادن لگئے پاری پاریٔے

اَیزدی سَتسار وز یاسِنا ویہم
برم دِکھ یاسنوہم مُرُن
وونہم یہ پاری پکُن یکس نیاری
پادن لگئے پاری پاریٔے

نٕرِ کارِ چامٕس وُچھت شِلپوم دِل
شندٕ کھپسی ہُنٛز رووزم نہٕ کہُنہٕ زان
گیانی آسِتھ بنیوٚ سِنے
اناری
پاوٕن لگے پاری پارٕ ہے

کیا پٔری کیا نہٕ پٔری کٔرُون حِکتس منز
اَمہٕ نِشہٕ ہیوٚتنم پلنی لوٚدٕ پٔت
بُدھہٕ ہیچ نہٕ سیتی سیتی بنیوٚس پادِ چاری
پاوٕن لگے پاری پارٕ ہے

*

ہر دیہٕ بنیوٚی لُس اُدس
ساغر
شُوی بناو ہٕم ڈوٗن گودٕرس سُتونٛتھ
ہٕی لدمس منز ریوٚتنم داری
داری
پاوٕن لگے پاری پارٕ ہے

*

امی چھوچھی ہر دِن پِنن نِنٛدرہ ناوٕنس
بٔھیو ناوٕنس لوری پٮ۪ٹھ چِکٕرِ زن

کرِہ نوولس لوٗ پائن منہدی بارٕی
پادن لگیے پاری پارٕے

اوٗسس بوٗ جگنک سوامی ہمیوٗی پیچو کرہس جگتس آدین
پانہ دانہ آستھ شاہ مس بھکاری
پادن لگیے پاری پارٕے
لدِیتہ موجی یاوٕ ییوم اشندہ سروپ پننوی غفلتچ منزاوس اوٗ نکتانیہ
لوٗ موہ کرو دھلس کرِہا ریٖز کاری
پادن لگیے پاری پارٕے

★

بنی چھم میہ ونتی زانہ تاوتم موجی
پننوی پان سوی نرمل سروپ
کہ تم سیٖی اوپکار ستم اوپکاری
پادن لگیے پاری پارٕے

★

کرستا بنی مہ چھٕن انو گرہ اِتی موجی
شانتی ہتہ جامہ ولنا وتم
تیٖھ بوٗ جگتس بکت روزٕ رکناری
پادن لگیے پاری پارٕے

کرِستا موچ ژرٛھ اوستھا مہ ہاوک
تھاوک ہیہ ہرٛدیس موچ رُدنیہ پاد

*

روزنہ دب دِتہ تنی ہیہ ژھٹہ مار ماری
پادن لگیئے پاری پارٕ ہیے

*

کُس وقت گوسہ گھری گوٗس ژلوہ ہیہ آسم
چانی رونی پاد ستی ہرٛدیس گرٛھی مہ زیر
شرونی شرونیہ بوزت گرٛھم بیداری
پادن لگئے پاری پارٕ ہیے

*

یلہِ بوزہ چانی رٕونیہ پادک شید موچ
گھنم سر بہ چیندر مہ اندی اندی
اِرت ورشا پیٹھ گرٛھم جاری
پادن لگئے پاری پارٕ ہیے

*

برم دِتھ لوگنس گریشہ انواری
گوڈنچ اوستھا شری بہا پراوتھ
تمہ پتہ سکھ تہ دوکھ کھوتی نشحہ رنہ باری
اَتھہ آنش نہ تتہ کونی دلنس تمی ہوش
اَنزس عیتھ پنز نفر گیہ ہیہ جاری
تسہ آدم نظر ہوتکس تلہ کنہ اوس دوکھ
دزان گراپہ مار مار تتہ تو جم خاری
چھوس دیوان نظر ماج تیتھ سمسارس
تلہ کنہ سوروی برم تہ باز گاری
چھوس وچھان شریریس پتھ چھنہ اعتبار
دھنہ دولتس تہ چھنہ کنہہ تہ پایداری
ینیوی چھونہ کانہہ تیتھ سمسارس
اُدہ کس کس اس کری مددگاری

ماج بوانی بوز تہ میان زار
دو ہیہ ہتشبہ غمہ روس گرہ نہ کھ
ماج بوانی بوز تہ میان زار
گندلنس مایای رازی سیت زا
ماج بوانی بوز تہ میان زار
سِکہ شاگھ سبزار بوز تہ آ
ماج بوانی بوز تہ میان زار
دُدکھ روس چھونہ کہنہ تہ امہ گو
ماج بوانی بوز تہ میان زار
نز باز پننی حالہ تم گرفت
ماج بوانی بوز تہ میان زار
پننی آسنہ چھ ساری اد
ماج بوانی بوز تہ میان زار

چھوس دیوان وارہ پاٹھ نظر سمسارس
تلہ کنہ چھس وچھان سوروی اسار
تو تہ چھنہ ثباتی ایوان کونہ پرکارتی
ماج بوانی بوز تہ میان زارئے

کیول چھُوس منگان ماج اکھ سوُشانتی
لوُسہ چانہٕ درشنہ سیت چھی سپدان
تمہ شانتی ہنز کریٖیا
دازی
موج چھوانی بوز نہ میان زارِ بے
ماج بلے بوتیلی یلہ پرادِیے سوشانتی
دادِ لوک دوا چھوُی یوہے مہ آسون
آدہ ژلِی مہِ زیٖمہ زمن ہنز بیماری
ماج بوانی بوز نہ میان زارِ بے
ساری آئے بیت بڈ ہلم دار تھ
ترفت گیہ یتھی تم بنیکھ دیا
سُوی دیا چھُس منگان کرتم مہ پاری
ماج بوانی بوز نہ میانِ زارِ بے
ژھوٹ پاٹھ لوز ماج منیانی دنی
یانس لشہ اُونہ مہ بھر ناوتم
یوُتھ بوٗ پادن چانن لاگئے بولہ لوتن زارزاری
ماج بوانی بوز نہ میانِ زارِ بے

کرِ ستا آسِم مِہ ادوبہ سِشس تیوتھ بہاگیہ
یتھ متنہ یچھ اوستھا زہ پراونا وکھ

آدہ موج ژرلنے امِہ زنمہ دوکھ ساری
ماج بوانی بوز تہ میان زارٕ یے

کرِ کرکھ مِہ انوہ گرہ کرہا وکھ مِہ موکھ
کرِ ترادکھ مِہ میٚچھ زہ ماج اکھ

کرِ نم کرس ادوبہ مہ پراری پراری
ماج بوانی بوز تہ میان زارٕ یے

کرِ واتی ہیونوی عار حرماتس
کوٚل ہردیس منز کری جائے

کرِ سپدن مِہ حلِ شکلِ ساری
موج بوانی بوز تہ میان زارٕ یے

کرِ ستا آسم مِہ تیوتھ سیبو سمیا
سنمکور آسم بروٚنٛھ گنہ ژی

گُل گنڈتھ کران آسے پیالہ برداری
ماج بوانی بوز تہ میان زارٕ یے

آسیم نیرانۍ اوشس ترذکھن    روم آستم بھرشس میہ سید تھ
آسۍ وناں ماج نتم اولکاری    ماج لوانی لوز تہ میاں زار بے
تلہ لوز وباذرچ میہ موج زخمن منتر    رلہ لوز کھوردی میہ رکھی زخما
تلہ ماجی مالس دراس لوتھ کاری    ماج لوانی لوز تہ میاں زار بے
چھوس وناں دیئی اسس ابرتس منتر    چھہ ہا چولی چرن امرت
تراو میہ امرت چھلم وہم میہ دار واری    ماج لوانی لوز تہ میاں زار بے
چھوم ازمان ماج کرتراوہا اکہ نظر    حال میون وچھک لوز ہم زہ عار چھم
ادنیہ ماج تراوتم نظر میہ نکی ماری
ماج لوانی لوز تہ میاں زار بے۔

## بھجن نمبر ۳۵

رات گیہ ساری پرکاشن درآو
موج لوانی عارتس میہ دشن چھہ ہاو
پوسس وچھان رات رائس
زاگان زدوس لوتھی ساگنس

کرسنا وچھ لوچانی منگھ گوئی پرچھاو
ماج بوانی عارتس میہ درشن ژرہ ہاو

پیراران دوتم ستھاہ ژر کال
ماج بوانی سید چھک ژرہ نیر دیال

داسس میہ پٹھ تھاو ژرہ انوہ گرہ سوچھاو
ماج بوانی عارتس میہ درشن ژرہ ہاو

*

گاش آو ژوپاری ساری جگتس
میٔ پیاژ گنہ چھم اندرہ ہر دیس
گنہ کاس ان پرکاش ہر دیہ میہ بھولناو
ماج بوانی عارتس میہ درشن ژرہ ہاو

*

گاش آو ژوپاری ساری جگتس
میٔ پیاژ گنہ چھم اندرہ ہر دیس
گنہ کاس ان پرکاش ہار دیہ میہ بھولناو
ماج بوانی عارتس میہ درشن ژرہ ہاو

*

کس ونہ ژہ ردس موج کس چھُو سپونوی
آشن امید ست ڈوکھ مے چونئسی
وتہِ میہ بوہ سرہ تار تار میانی ناوُ
ماج بوانی عارتس مہ درشن ژہ ہاوُ

بوہ ساغرس منز چھُس بُو فوٹمٹ
تھپ کرُوم نتہ ایہ چھُوس سُپدمت
گدُ بر مہر امہ منزہ اُوبیر مے ٹھوکلاوُ
ماج بوانی عارتس مہ درشن ژہ ہاوُ

☆

چھُوس اناتھ موج ہیون انتیی ژہ عار
چانی دیاٹے بابت چھُس بُہ بیمار
مسکینس دیا درشنُی مے ترادُ
ماج بوانی عارتس مہ درشن ژہ ہاوُ

☆

چھم میہ اندری پنُن کران چھرٹ چھرٹ
نتہ لاوان چھُم میہ وشین ہیچھ

ست رنگ ژرے نادی اوبنہ میہ بہناؤ
پاج بوانی عارتس میہ ورشن ژہ ہاؤ
چھوس مسافر بوزرامت سفرس
چھوس دیوان قدم قدم بو ژنتھ منزلس
وارہ پاٹھ میون سفر اند ژہ واتناو
موج بوانی عارتس میہ ورشن ژہ ہاؤ
نادی چھوس سیٹھا بو ژھنہ لوہ ساغرس
میٹے چھوم نہ لگہ کوٹ نہ کنہہ طرفس
پیرمہ پدسئی کن ژہ لاگ میانی ناؤ
ماج بوانی عارتس میہ ورشن ژہ ہاؤ

## بھجن نمبر ۴۶

### ویاگ

کھنہ اکہ ھؤمیہ کن کن ہی بوانی
بو آسے وٹھتی ژہ پننی کہانی
گیندلاتھ گل چھوس ژہ بوز گروہ میون منکار
بو چھوس آمت شرن اتی میہ ستھ عار

ژہ موج بوزکیا مہ گومت ئی ژہ پاوے بوز دِلکوئی حال پننوی وُچھناوے
مہ چھم آشنا ژہ یلہ بوز کھ میون حال
دیا اُوبدئی مہ بیچھہ روزکھ ژہ دیال
دمہ اکہ چھوس دلوان چیت پانی پانس
بو اوسس کُس بوزاس او تمہ کنہ مکانس
لو اوسس پانہ یمی جگتک ادھشٹان
تمہ نشہ گوس بوزھنہ کھٹر مہ لبھے پانان
بہ قطراہ اکھ بڈہ دریاوُ لِشہ دراس
الگ گوس تمہ نشہ تیئی بومنز ژاس
بُو دراسے تنگل زن بڈہ تارہ ڈھیبرئی
الگ رُوزتھ لوہے گو بوز مہ فیرئی
تتے پُس گو تنگل تھ چھی ونان تار
الگ ہوس نام تہ روپ آوا کھ لوہے پار
تنگل تیھی پو لولس دائیرس ژاس
متھوم نازک سروپ پلنئے لوہسہ آس
سروپ تراوتھ بنن رلتھ بہا دِ براوم
بنن تھد ہانو سروپ پانہ مراوم

بو بلہِ آس ولنہ موج زلوہ بہاو براوم
میہ حس ڈلی زوٚن شرروک پوز ہے کرنہ

میہ بوزوئی بوز لیہ ہے پنڈ کھوتہ مہ ابھیمان
کرِوم اولاس میہ اکھی ڈجہ ہے پنن زان

میہ پننس کرشرسریں لولہ ہنہ لائے ہے
ہتھم اکہ ما آخرس پلٹھ پیوان ہائے

شریرچ شرہ دچھت وشامیہ اگوی برم
میہ ہیوی کھنہ کھنہ شریر کوی غم

هشر ولوم غم مگراوچھم نہ پائیدار
ہوا دراس ہوں تھر پیو اگن آہار

دوہم پننس کوٚتمیس پٹھ بو برمان
وننے اونہ ماج زہ بوزکہ کوئی میہ داستان

سترلن باران ہڑی چھم نہ اوپدان
ہیرہ بدشس ست تہ ڈوکھ چھی تم میہ باسان

ملان رانس ڈوہس چھوس تہر خواری
کران محنت بو روزنن جوش میہ ساری

ران چھس پنز اُپز بوی تہندی بابت
شُران رانس دوہس تہنزی عبادت

بہ ابدان نکرہ چھم دوہس تہ رانس
ہہ کیاہ آسن گرھم پننس عیالس

رمان شری باز مشان چھوی مہ پنن پان
الوان چھوس سہنہ گرھان چھس تر پریشان

دچھان چھس کنہہ نی چھونہ زلہ کنہ امبوک ساز
الوان چھونہ کانہہ نی کونہ وقتے مہ لکار

صرف مطلبہ وزی چھم پنن ساری
نمی وزہ چھم لگان تم پار پاری

سوداکہ مطلب گرھان پانس پانس
خریدارا نیتھے پاٹھ کونی دوکانس

*

وُچھت ساراہ کونی چھس نہ ہیوان پت
مہ موہ سپدان نہ رونان اپنزی سیت

پُت تان پننہ نس کو تھس یتھہ جہو چھو بھیران
ترت تانہہ تہ تتری کو ٹھس مانے چھ روزان

اَدہ یلہ آسی تَس چندس گرِی
یہاں اندی کٹھب تس لِشہ بہ ترِی
لوٗت تان تَس آسہ چندہ منزہ ہینسہ نیران
توٗت تان تَس پتھ گُنہ جائے ہیہ بارٕ ہال
یلہ موکلاون چندس تَس گوٗھی نہ دوران
یلہ نیر بازٕ نِس تَس موٗرچھی تراوان
تیٚھی پاٹھ میوہ کَرِس یلہ میوہ چھ موکلان
تیٚھے پاٹھ پَن چھینہ پروٗنٹھ پکان
موکلِت پیوٚٹھ ہورکِت لِشہ چھوٗنس مان
پَنُن یم آسس تِمن اوٚدینہ ٹھور یاسال
گرھان گرِی گرِی تِمس پتھ رَم چھی بیزار
تَسند پیٚرن تِمن سیدن چھو ٹھ بار
دیم کٔنھ چھوم پَن مَن چھوم نہ بینتی
دِسے اوٚنیہ حال ترہ لوز ماج اڈینہ میہ وٕنی
کران چھوم نہ اکس رَس ہی قرار
تَلان چھوم اندرہ سنگلن ہندی انبار
ریہنہ آسے لوٗکھ موکھ چھوم دیوان زیر

چھُوم ترٲوِتھ اندرہ سنکلپن سندی تیر

کرٲن سنکلپنئ سیت چھِم پریشان

لو سمرٲن تِم گرٕھان چھُوس حال حیران

تِم آسان موہ تہٕ مایاے سیت بھرتھئ

تھوان مہ کلنہ بدل تِم گنڈ مہ کرتھئ

تھوان چھُوم وِش مہ وشیبن دور نادان

کرٲن چھُوم تِر پریشان تنہ لاوان

دیوان چھُوم نہ زہ کُنہ ماجی مہ یکنس

ہیوان چھِم پُت مہ چونٕوی دھیان سرنس

یمی وقتے ہیٚوان چھُوس تیرن چون دھیان

یمی وقتہ وکھیپ چھُوم بر ونتھ نان

اَسِہ کُن مَن پنُن باسان مہ وشمن

بناوان زِلو بھاو اَسِتھ آنند گن

یِ چھُوس مُورکھ تہٕ اَن پرٕھ چھِم نہ کہنہ باس

مہ چھِم سَت چانی مہ ہاو وکھ اَن اچھن گاش

وَنے کو ناہ بوزِ رھوٹراوے پنُن حال

چھُو کو ناہ کنھُن سمسارکِ بہ جنجالے

وچھت یئی چھُوس بوتہ ہران یثر کھوڑان
ادتھان چھم تھرِ مہِ موجی جس چھُم نہ روزان
ادپائے چھم اکھ ژہ مُوج پدمیون بوزکھ
دیم بھگتی مہِ ہیتھ سنتوشتھ ژہ روز کھ
مہِ چھم ونتی کرنی ادنیہ ہی بوانی
بورِتھ ہا ہردیس منز پاد چانی
بوکرہ ہا لول اشہ سینتی نمن شرانے
چھلک وُتھرک تہ وتھرادک پین پران
کران روزہا دوہے سمُرن بوُ چانی
برِان روزہا دوہے شِو شِو بھوانی
بوہے ونتی مہِ موج کرتم ژرہ منظور
دِتم مہِ پورن سکھ کرتم مہِ دُکھ دور

## بھجن نمبر ۳

موجی شارکائی چھک ژہ موجی سانی
اسہ ہیتھ روز دیا
ژہ رسنوی اسہ کُس رچھی
چھک ژہ سانی رکھپال

يمبی ہمین اسی ستھر یادی — ترا منی چھن اسی دون ترن
کیا کرو اس کوت گرِ ٹھو موجی — کرمک آو ولنہ زال
موج شارکائی چھک ژہ موجی سانی — اسہ بپھ روز و دیال
اسی دوکھ موجی ننگ چھی انمتی — ژراکران چھنہ تمیوک یار
اوت تلان دوکھ وار باہ کال — کوتاہ ونوی چھونہ شمار
اونہ چھی آمت چانہ بارگاہے — کرنے موجی ژری سوال
موجی شارکائی چھک ژہ موجی سانی — آسہ پتھ روز دیال

*

چھی کوتی کتھ اسی بوزمژ — تھوشر چھی اسی سوی یاد
گرِ ٹھی شترن لیس موجی شارکائی — دوکھ ژلن تس سونہی شاد
اس تہ آمت شترن ژری موجی — شر باژہت بیہ عیال
موجی شارکائی چھک ژہ موجی سانی — اسی پتھ روز دیال
چھی کران رشی بیہ نیشور — شاستر منز پیی بیان
لیس اسی کانہہ دوکھ گرِ ٹھی شترن — شارکائی ہند کری دھیان
تیلی چھی سپدان دوکھ دور تس — روزان سوی خوش حال
موجی شارکائی چھک ژہ موجی سانی — اسی پتھ روز دیال
یہی بوزتھ اس چھی آمتی — دوکھ سانی موجی کر دور

کرتہ سانِ مطلبن حل ۔۔۔ ہاداے پننوئ لوُر
کاس دوکھ سانی اوسکھ اسی ۔۔۔ کرِمس موجی اُکھ ٹال
موجی شارکانی چھک ژہ موج سانی ۔۔۔ اسِ پتھ روز دیال

# بھجن نمبر ۳۸

یمن بے تاب نیترن منز ۔۔۔ ہِہ کرتم موج لوانی ژ ئی داس
رگن میانِن ہمدن رون روپنا ۔۔۔ اندرہ ژہ کرتی داس
مہ اوت للہ ناوان جگرس منز ۔۔۔ لوٚہے بارِبہ بوزنس آس
ہِہ گڈ ارمان ژہ موجی نئے پیار ۔۔۔ ژی اپنی ماتی میولوی عار
ہِہ بوزمت شاسترن منز ۔۔۔ دلیٖو

گیبوان لُس جانی گوُ ۔۔۔ ازلوک ودہ تم مناوان خاص
کیلا

خھےَ آشاہِہ دارِ شر ۔۔۔ کران تس منز ژہ چھک نواس
چھئے

ژہ نِشہ ماجی اونیہ اُولاران آس

چھُوسے عارُمت میہ لوُز عاز چیر
گگرھُے تیاہ کم میہ گنزاوراس
میہ سمسارن چھم کرُمت
ژوپاری گتھ ہُند وُی دِلاس
رِدِبادرشٹی میہ پیٹھ ماجی ترادُ
میہ ماوُ پرکاش ژہ گتھ میانی کاس

## بھجن نمبر ۳۹

ماجی شارکائی جانی آشادارتھ
آسئے چانِس برس تِل
نِن پادِکمن سِنہدی بھکتی
ہُند جادتم ماجی امرت جَل
نیمئے کی جِچرَن ہیُرادمت چھُس
دوکھو رومُت چھُس موجی نِل
ریادرشٹی ترادتم ہیٔ ماجی
میانِن مشکلن کرِژہ حل
کرنس پیدچھم کنیتر ھامیہ ہجِیر
ژالتم ینُنوی اُتھ نِرمِل
سنزکرتم ژہ میانِس کرنِس
کاسِتم پانتئے سوروِی مَل
زھوپ پاٹھی لوُزتھ روزتم ستوشِٹھ
کیتھہ جانی بھکتی ہُندنی میہ ییل
پکنادکم گرُ نٹہ سِتھ کری ہی موجی
پھر تس پانیے تیو تھہ ہیوژ اہل

چھسم ہی ونتی بوزتم ژہ پانئے
وتہ ہے ہمپدا اُسکھ پوان
اَنجام اَنتیم ارمان میونی
رتھ پتھ چھ نوی دھیان تُرہا ماجی

گرتم گینشرھا اُونہ تجل
پتھ روزہا گری گری
امرِ راوتم ہر وگیک شُہرہ
گری گری وتہ ہے تھ پوہ

بل دتہ تیوتھ جونوی دھیان سرہا ماجی
امی روشن ہنہ ماجی اکھ پل
رتھ پتھ روزہا دائم تہ قایم
اِتھی پتھ تھوتم موچی اٹل

## بھجن نمبر ۸

### شلوک

عارتوہمت سدار تُہوتا نیہ
تھوتا نیہ کرپا پیرہ
تُولی الوادیو یوگ
گتھم ناتھہ تہ پاہی مام

ارتھ

بھگواتہ عارت میون ہیو دویم نہ کانہہ
چون ہیو دویم نہ کانہہ بوڈ دیا وانو

آسہِ دوہ وُنی پانہ دِتی میول برابر
کونا چومکہ میہ عارتس ژہ پانئے رچھانو

آمت شرن چھس بوزتم میہ زاری
سنمکھ میہ روزتم ژہ کن داری داری

دنی میانے کرتم گوش گذاری
ہی مکند گوبند کرشنہ مراری

دولت بو ناپای ہنتری انار کاری
باسناوان انزس میہ پائیداری

برم دنھ میہ لگان گمرٹر انواری
ہی مکند گوبند کرشنہ مراری

اندریہ بنی کران تچھم غداری
بوزکن نہ بزی بکن چھم نوان نیاری

دل تہ رات روزان وشئیہ لاری
ہی مکند گوبند کرشنہ مراری

کام کرودھ لوبھ کھوتمت مہ اتھ باری
یکنا وان چھُسُم موہ پانٔاری
یئ نہ پنزی کران تی زرن نہ چھُس اتاری
ہی مکند گوبند کرشنہ مُراری

پیوٗمت پتھر چھُس بوٗیمی سمساری
اندی اندی دوکھ نہ سنکٹ چوٗاپاری
یکنس ژری کُن دیوان چھسم نہ الواری
ہی مکند گوبند کرشنہ مُراری

درماندہ وتی بیتھ گڈھ چھسم ژرو پاری
چھسم نہ وتھ الوان عاتیٚ زہ لشہ کپاری
کوٗنا چھک الوان جلؔ بنان مہ ستکاری
ہی مکند گوبند کرشنہ مُراری

★

اندرہ چھُم روٗمن روٗمن چانی بیقراری
ژری روس دوہم نہ کانھہ کری مہ غم خواری
چانی بنہ چی کران چھُس امید واری
ہی مکند گوبند کرشنہ مُراری

یِہ چھِک بھکتن کران رکھ واری
سنکھُٹ وزی کران تمن خبرواری

کوناچھک ہیلوان کرشنہ میانی ذمہ واری
ہی مکند گوبند کرشنہ مُراری

پران چھُو سے کرشنہ چیانی انتظاری
جلد جلد یتم کرتم مے دوکھ نواری

پھُلے منز دیم چھُے نارہ منزہ گلزاری
ہی مکند گوبند کرشنہ مُراری

موٹھ بہاہس منز کران بوذن گذاری
سمسارہ کھُٹیس چھُس ٹُلان خاری

ژی روٹس کس کس کری مے بیداری
ہی مکند گوبند کرشنہ مُراری

چھُس اناتھ کرشنہ کاستم مے لاچاری
دوکھ دور کرمے وتہ سکھ انباری

نااُمید نبری نہ چانی درباری

ہی مکند گوبند کرشنہ مُراری

☆

کرشنہ کیا گژھی کم بستم اوپکاری
دوارکائی برچھن اُوتھ مژراوِنہ تاری
تھپ کرِتھ ژانتم مہ گرابہ ماری ماری
ہی نکند گوبند کرشنہ مُراری

# بھجن نمبر ۱۸

ہی کرشنہ راوھا کرشنہ کرشنہ نادِ لیس سری
سوی تری یمی بوسا غرہ اپور
یُس سری کرشنہ ناوِ یمی کلمی کیا لیے
یم تہ کال نس بر ونتھ کنی گنتھ باکھ دری
یمہ سنلے زالہ نس رکنی پورن
سوی تری یمی بوسا غرہ اپور
کرشنہ بھگوانہ سِندی گیوی گن تہ لچھن
کانہ نائے سارس تس سِدہ سپدن
رتھی کہاری زمانہ پتھ شو آنند کری
شوی تری یمی بوہ ساگرہ اپور

ناشترو کرشنہ ناوُک مہما اوُن
اوپکار پاپت رلشو کڈ نُن

لس سُہری کرشنہ ناوٗ بنی امر سوزاہ نوٗمری
سُوی نری بہی بوہ شاگرہ اپور

کرشنہ ناو لیس سُہری لُس ہین سُر ناوی
ناوی تس کرشن سوامن ہیو چمتکار

بگوان کرشن تس وکھجوہ ستی گھرہ بھری
سوی نری بمہی بوہ ساگرہ اپور

☆

کرشنہ ناو سرِی سُری اندرہ بی لیس وکاس
تس اشرکراں نواس سُکھ سمپدا

سنکٹ دوکھ نہ شوک بھلے نبری تندی گھری
سوی نری بہی رنوہ ساگرہ اپور

☆

ہی کرشنہ ابداو مہ جانی لوکک سرہ
ذہنی چھُوسے منگان کرمہ انو گرہ

کرہا بو کرشنہ سمرن چولوی گیری گری
سوی تری یمی بوہ ساگرہ اپور

★

اون چھس کنھنے بوہ سرہ بو یوُمت
گوُمت چھس بو تاری گس مہ کھارہا ہیو
سنمکھ مہ یم کرشنہ تھپ کرتم مہ بری
سوی ترِ یمی بوہ ساگرہ اپور

# بھجن نمبر ۴۸

کرشنہ عارچیر کونا بوزن زہ لولو
کونا دارن کرشنہ چھک کیَ مہ لولو
چھوی مہ تمناہ کرہا زہ لولمتنہ لاے
لولہ بر نعسی پٹھ کرشنہ کرہای زہ چاے
ہائے میانی کونا اپدن زہ لولو
کرشنہ عارچیر کونا بوزن زہ لولو
یَنہ گن چانی بوزی کرشنہ کنہ گگی مہ پرئے
لولہ نار سن اندرہ کرشنہ لچھمتر مہ رئے
یتہ جلد کرشنہ دِنہ درشن مہ لولو
کرشنہ عارچیر کونا بوزن زہ لولو

چھوٗ میہ ارمان کرِ یہم لایے بوٗ تاد
اَشِہ وانی چھلئے ژِہ کرشنہ دولوے پاد
کرِ پچھاورتن مَن دھن ژِہ لولو
کرشنہ عارچر کونا بوزن ژہ لولو

پتہ کرشنہ ہرِ دلیس منز بوزروری تِنی ٹھاوتھ
لولہ چِ تھینہ تازہ کرشنہ تنیٔی بوکھیاوتھ
من نہ پران کرشنہ کرہ ارپن ژہ لولو
کرشنہ عارچر کونا بوزان ژہ لولو

یتیٔ ہارِ دلیس میانِس منز کرکھ فاش
تلی بوز کرشنہ داسس آد بڈو کاس
کرشنہ اَدہ یتہ بو آنند گن لولو
کرشنہ عارچر کونا بوزان ژہ لولو

کیاہ گرٹھی کم کرشنہ یتہ بوزکھ میہ زار
کوٗل ہردیس ژہ کرشنہ یتیٔ میون عار
تیلی کامنائے سِیدھہ سپدن میہ لولو
کرشنہ عارچر کونا بوزان ژہ لولو

یمی بوہ سرہ کرشنہ منہ منڈہ چھاوتم
یئ میہ منگمئی تی کرشنہ پراہ زاونم
مکھ میہ ہاوہ کرشنہ از کر پرن ژہ لولو
کرشنا عارچرمیہ کونا بوزن ژہ لولو

# بھجن نمبر ۸۳

گنڈہ میہ کاستم ژہ باستم چھوا پاری
ہی سداشیو شینکر ترشول واری
★
کنن گوم ژہ نشر یتی بنن مشکلن حل
چھونم دور کونی پور لوکن سئے ژی ہیں تل
★
رژھا کھ میہ کن روز ژہ کن دار داری
ہی سداشیو شینکر ترشول واری
بوکوتاہ دنے گیاہ وہنیو کتاہ میہ گرز پو
کرکھ ترا ہی ترا ہے وندس نل ژھینکہ زپو

ژٕ پٹھ پیٹھ وٕنے ژٕروُٹھ ژٕہ بوز بیانی زاری
ہا ہئ سدا شیوشنکر ترشوٗل داری

ژٕ بہ آس زنمٕ نۓ گوٗس نتی بنٛد
گژھان چھُس الوان چھُس ملبان چھُس نٕ کانہہ انٛد
موکلپنائے نٕ زنمٕ نِشہ بیرِ پٔنٛج نٕ واری
ہا ہئ سدا شنکر ترشوٗل داری

*

ہُری ہری ئی شنکرہ اندرہ رُچھ مہ تھہر
ہا ہئ کنٛٹھن لوہ سرہ گنٛتھ الپور ترہ
چھُس گلان بوہتی ہتی لمہی وِچار وچاری
ہا ہئ سدا شنکرہ ترشوٗل داری

*

بیکس بوٗچھس بے یار بے مددگار
اوٗن تٔن تہ چھُس مشروتی پٔتھ چھوٗسے خوار
ژٕری روس چھُم نٕ کانہہ لیس مہ تہہ گاری
ہا ہئ سدا شیو شنکرہ ترشوٗل داری

*

ژی سیون موٗل موٗجی ژی ہند تہٕ بانٛدو
ژی سیون ست گورو ژی میون ست لد
ژی روس کُس کاسی بالکس ساہر کاری
ہی سدا شوشنکرہ ترشول داری

★

آسہن مہ پوٗنیہ سپنی نیلی اوس نہ پروائے
پاپن ہُندی باری ژھم گوٚنپیچ مہ کلے
ژی روس کُس مہ ہکی تولی مہ اکہٕ باری
ہی سداشنکرہ ترشول داری

★

کیا گژھی کم مہ شنکرہ ژہ داس گنٛزراو
یمی بوہ سرہ نار فوٗٹیمچ ییٚ میانی ناو
امی باپت مہ ژھم اندرہ بے قراری
ہی سدا شوشنکرہ ترشول داری
گِل گنٛڈتھ چھولے منگان شنکرہ کوٗنی ور
سنہ نگھ آنٛگس مہ عارلس دیا
بوہ سرہ نار پنچ ہاسنم مہ ذمہ داری
ہی سدا شوشنکرہ ترشول داری

# بھجن نمبر ۴۴

شرن آمت چھوسے ژنیئ ہی لوانی
کھورن تل رچھ مہ شرسی آش مہ چانی
لولارال آس زہ نیشہ ماجی تھو مہ کن کن
ونئے اوت بہ حال پنئوی ماجی ژہ تتھ سن
دِنئے کرنے بو آمت ژی برس تل
چھو سے عارت کہ ماجی مشکل حل
کتھر پہنہ مت دوکھو رمت چھس تل
تھد ماجی کمر کھ دور مہ جل جل
مہ کیا بپر دلئے زہ ہش ماجی ڈوکہ چھی میانی
بوستان چون زہ ماجی منئ آش چانی
مہ کم دوکھ چھنی ونتے تہ کوی بہ ولیتار
زہ بوزم ماجے ہندی پادھ تنئے عار
مہ بنہ پچھ آو ولنئے زنمہ کوی زال
ادلم کامن نہ کہ ودھن بو بھنی نال

اہنکارن موہتھ کمرنم مِہ منتر جائے
مُٹھس بنیری نشہ بھوانی رچ مِہ ترٲوتھ ژھلے
بُواوسس کیا تہ کرنے گیاہ بوٗ آکوس
نشہ زِنما لبیتوم کتھہ پاٹھ بوٗ زالوس
مِہ کیتھہ کیتھہ پاٹھ بنیوو نشس زِنما
ستھاہ کٹھن بنان نشس پَچھ خال کانہہ
اَدہ بلی آس بوٗ برہمن ورنس منتر بانگ
ستھاہ زانتھ گژھس گوتاہ بدٗ بھاگیہ
زِنم پچھ ہیت مِہ ماجی منترٲو وتھ پان
بوٗ جگیچ چھکی گوس ڈیچ مِہ پنٔنی زان
اِس ترٲوِت ملس سمسارسی منتر
مِہ اَمہ لشہ موکلنک ماجی کرِنہ کانہہ سنز
وٕنے گوتاہ دوکھن پٹھ توٗلی مِہ وندی کیت
مِہ ماجی روٗدم نہ زانہہ سکھ پانسی سیت
منن پتنی بوٗ موجی کنس پریشان
اکِس لنجی پیٹھ بیٹھ لنجی دوہی فیران

میہ ماجی گومُت پتنی مَن چھوِی یہر موکھ
دیاکر ماجی ژہ پانس کُن کرِوس رُدکھ

ژہ چھک ماجی کَس ژہ روس شری سُندمہ بوزے
ژہ روسنی کَسی دیاے پٹھ ماجی مہ روزے

دیائے پٹھ ماجی میہ روزتم چھس بوالخان
پنتم پتھ گمان میہ ماجی گژھی دورا گیان

چھسے ونتی میہ ماجی کرِتم سو لکار
دِتم مے پتنیٔ بھگتی ہُند ژہ بھنڈار

بوکرہ ہا چون شمرن رانژِروِ دن
بوسرہ ہا دھیان چونی ماجی کھن کھن

## بھجن نمبر ۵۹

ہا پانہ وارہ بوز تھوکن میہ کونٔے
شاستر داسی کیاہ ونٔے لو

زِکتہ ناہ چھُونہ بوہ سرہ ژرونے
پننوی مژرہ ماز چھُو کھیونے لو

★

سمارہ ساغرہ زلو ٹھ کٔرِ یوٗن آلوٗن
اونت چھُونہ اتھ کوٗنہ اولنک نہ پأے
کراوپائے نتہ گرژھک بون سیٹھاہ سونے
پننوی مژرہ ماز چھُو کھیونے لو
بنہ لوم پانٔ یدٕ چھیک مستی صابنی
اندر لیوم کرہنہ گرژھی اندر لیوم پر ہنیہ ژٕلی نو زاہ
بن پردسے
پننوی مژرہ ماز چھُو کھیونے لو

★

لوٗب کٔن روزِتھ اچھ فرِ ڈِلِس ڈھی
سوروی وچھنٕی اندرہ تیوتھ بوچھی بیتھ زاندرہ لاری تس زنگ
روزا سنیے
پننوی مژرہ ماز چھُو کھیونے لو

★

شزل یہاوسں منتر پانہ روز گری گری
سوکھ وزی دوکہ وزی نھوسم پُن بان

سمسارک بوٗنھی سستھاہ چھی ہوٗن ہونٔے لو
پنٔنوٗی مزٕہ باز چھ کھیوٗنے لو

ساروی ودِہار جگتس کُری گری
لیٚس نہ روزی نھبر اندرہ کیاہ کرِ

دوہار سں سمبت روز تھ پیٚس پانہ ہوٗنٔے
پنٔنوٗی مزٕہ مانز چھو کھیوٗنے لو

بھگوان لیٚس فتس ہیٚور کھاراں
ہانٛجی بنت لیٚس بوہ سرہ دیوان تارہ

پان بوٗشر نمسٔی روزن سٔرد نٔے
پنٔنوی مزٕہ مانز چھو کھیوٗنے لو

---

## پیچھی نمبر ۲۶

---

آشائی چھاوٗی آس کوٗ ہیر کوٗ تھاوتم
ہاوتم میہ شنیگرہ پھوٗن انو گرہ روٗپہ

ہاوتَم مہ شینکرہ ہاوتَم مہ شینکرہ
ہاوتَم مہ شینکرہ پنُن اَلوگرہ رُوپ

اوُن چھُس اگیانس منز پوٗ نیت
تھیبہ چھُس دلوان نیر چ دَھ کپاری چھم
دِتھ ژرہ کُن بپاری چھُم نپاری نمہ پکناوتم
ہاوتم مہ شینکرہ پنُن اَلوگرہ روپ

★

نماوِک گیم سفرس مہ درامِتس
تقامس اوتس نہ زانہہ اُیم نہ اَند
ترَدیا اَناتھس اندس مہ واتہ ناوتم
ہاوتم مہ شینکرہ پنُن اَلوگرہ رُوپ

★

ژھِنہ چھُوس ژِری اَنشہ شینکرہ پینہ گومت
گنہ کا چھم ژدپاری پہ کاشں پنَن مہ باسناوتم
وِچھومت بہ تنہ سمسارہ تمارس منز
ہاوتم مہ شینکرہ پنُن اَلوگرہ روپ

کیا گرِ مہ فیران چھُم مہ کیا زی پتھ کُن
کرمتی چھم مہ پاپن ہندی انبار
کرکر پاپا پن ہندی باری مہ مو کلاوتم
ہا وتم مہ شینکرِ پنن انوِ گرہ رُوپ

★

ارمان چھُم مہ گرِ گری دھیان چوٗن کوِ ہا
سرہ ہا بوٗ وزی وزی ژُو پاری چوٗنوی سروٗپ
سُوی اوستھا شینکرِ مہ ہراوتم
ہا وتم مہ شینکرِ پنن انو گرہ روٗپ

★

آشائے نہ تِشا فِرناونَس ژُو پاری
حاصل درام نہ کہنہ وسِیَن تِتہ بِتہ لاری لاری
اوزہ پُورہ نوٗتِ آس بہ مچہ مچراوتم
ہا وتم مہ شینکرہ پنن انو گرہ روٗپ
دِل پچھوٹِ آسے پیو سے بو یاوَن
چانی یادٚ شنواے ہنز کرہ بوٗ ساودھن

شینکرہ ہاؤن ہِنْد امرت مہ چاوناوتم
ہاوتم مہ شینکرہ پنُن انو گرہ رُوپ

*

اکی کتھا کھی سیتی زِم زِم کھار تھک
آسی اَنِ پڑہ بوہ سرہ زِم تار تھک
سوئی کتھا کھی چھپُوسے منگان داس مہ گنہ راوتم
ہاوتم مہ شینکرہ پنُن انو گرہ رُوپ

## بھجن نمبر ۷۸

ہی دینہ بال پرکاش مہ نِی وراد
شینکرہ مہ عارتس مُکھہ زِہ پنُنوی ہاد
چینمارک گیم جنم واری واری
جنمن ہنز کر تجلی بو نیہ گو مہ ساری ساری
آسے زِہ سنمکھ دیاو درشنی مہ تراد
شینکرہ مہ عارتس مُکھہ زِہ پنُنوی ہاد

شاستر ساری زو پاری پارٔے دپوان
یُس شنکرہ سرزی لولہ سان گن گیوان
تس پدان پھی کٹھن بوہ سرہ بچاو
شنکرہ میہ عار تس مکھ زہ پینوی ہاو

*

کیول شنکرہ جلد پرُسن پدان
پھوی دیا ساغر گران سارنی کلیان
بوہ سرہ الپو ناز نگ تسی چھوی سہاو
شنکرہ میہ عار تس مکھ زہ پینوی ہاو

*

بیکس بو پیومت بنیہ سمارس
دِل پھوٹت آسنے بو چانِس دوارس
زی میون مول موجی پھوی بندنہ آشناو
شنکرہ میہ عار تس مکھ زہ پینوی ہاو

*

شاستر و چھوادنمت مول ماجی چھو شنکر
نیلی چھوسے بو نانک میانی پالنا کر

مالی سندی پاٹھی شینکرِ کھونی مہ کُلہ ناو
شینکرہ مِہ عارتس مُکھ ژہ پنُنوی ہاوٗ

*

ژی چھک شینکرِ لُس مہ اَتھ رُوٗٹ کری
ژی چھک لُس مہ پاپن شاپن ہری
سنکٹ دوکھ شینکرہ ژہ میانی مو کلاوٗ
شینکرہ مِہ عارتس مُکھ ژی پنُنوی ہاوٗ

*

دیالو ژہ چھک برونٹھ کُنی تھو سے مِہ حال
آمت مِہ وُلنے پننی کرمہ کوی زال
پنُنوی اَتھ ڈال کرم پھل مہ سنزراوٗ
شینکرِہ مِہ عارتس مُکھ ژہ پنُنوی ہاوٗ

*

بہٕ آس بوٗژی نَتہٕ تہٕ اَوتم منگان
واسہ پہٕ بن منز مِہ آس ژہ گنزران
شینکرِہ مِہ گنزراوٗ داسہ ژہ کاش میانی گراوٗ
شینکرہ مِہ عارتس مُکھ ژہ پنُنوی ہاوٗ

سمارہ سامرس اَنیتھ نہ ستھ نیتھ نہ تار
ہا یہ بونگہ لوگو مت چھس کراں نی وچار
شنینکہ ژہ مالی سندی پاٹھی مہ بالکس شراو
شنینکہ مہ عارلس مکھ ژہ پننوی پاو

## بھجن نمبر ۲

پوز تو سارِی تھو تو کن
جیوس کینہہ نی سکھ سس من
زنہ مرنہ لیشہ جیو کینہہ چھو ہو کان
بھگتی تنہ دیلی ربی سو داسن
شاستر و ہاوست بھگتی تنہ دیہاو
ریشو درتاو ہاوک ایبوک پرکھاو
تبلی پاپن سنہ تاش چھو سیدان
بھگتی تنہد یلی ربی سو داسن

*

بھکتی کرِ گجندرن نارائن اوسُن
کرِمہ نشہ ننین پان مُوکلاوُن
سمسارہ بجھے گڑھی دُور دُنِیجی زوزی نامن
بھکتی ہنُد یلی رُتی سُو دامن

*

بھکتی کِنِ دھروجین اُدِچھ ہنُد ناران
جِنِمن ہنُدی دراے تَس ارمان
نیلی بنان جیوِت چِت آنند گَین
بھکتی ہنُد یلی رُتی سُو دامن

*

شایَن پایَن نیلی گڑھی ناشُن
گیُہ چلی جیوس یِی تَس پرکاشُن
دُور گڑھِ اگُن تَس منز اچھِ گَین
بھکتی ہنُد یلی رُتی سُو دامن

*

اِی کِنِ ساری بھکتی کرِلو
ماجی تناز کانی ہنُد دھیان تو یِی سِرلو

تیلی بنی سمپداسکھ پورن
بھگتی ہتھ دیلی رٹی سو دامن

# شلوک مہا گائتری

## موکھتا و درو مہ ہیم

## ارتھ

مختہ رو وِدشون رنگہ نیلی رنگہ سفید رنگہ
پنچہ سوکھ شس پوسہ منتر دارانی
چندرمہ شیرس پٹہ پس چکھن
زنتو سپتی چرت موکٹہ پوشہ لاگانی
دزاب بھئے انکوش تر شول شنکھ چکر زرہ

کلہ کچھ راتھن منز کورشہ چھی وارانی
پمپوشہ جوری بیہ دون اتھن وارونی
شوبی مہاگناتیری چھس لو سمرانی

*

شہری مہاگاتیری چھک ژہ مای میانی
بیکس بالکس ست چھئے میہ جانی
ہی مہاگاتیری سمویت روپ ژی
ست چت آنند پرم شکتی ژی
سکارتن منز چھک ژہ روزانی
بیکس بالکس ست چھئے میہ جانی
ژی چھک چیت روچھئی ژہ یاری سنفار
برہمانڈس منز چھوئی چھوو لیستار
ساری اُدرت ژہ اندرہ نبرہ روزانی
بیکس بالکس ست چھئے میہ جانی

*

ژی اکھنڈ ژی ادوبہ دیتمان ژی آیار
ژی برہمانڈن ہنز چھک آدار

وشر و کھ امبر زرہ ولتھو دیا پانی
بیکس بالکس ست چھے مے جانی
پیٹھی انو گرہ کن اندکار مے کاستم
باستم پانی پانہ زی سمرو مکھ
بھید درشٹی مے کورنہ چھک مناوانی
بیکس بالکس ست چھے مے جانی

☆

آدن شچھے مے پرہ ناوہ سادھن ہ
بیہ ناون ہند چھم ماجی املاش
سوی پرہ ناو کونہ چھک مے ہاوانی
بیکس بالکس ست چھے مے جانی
بیکچھو کہ بوڈ وار چون چاس بیکچھیکے
پرہ ناو سادھنہ کے ابی پرائے
دنہ مے وان بڈ داتہ چھک زہ آسانی
بیکس بالکس ست چھے مے جانی

☆

چانہ شُنُنی پانہ واتہ ہا لوتہ راونس
بر مہ سنتھانس منز کرہا بو واسس
واسس مہ کونہ امت چھک سو چاوانی
بیکس بالکس ست چھُے مہ چانی
کھنہ کھنہ چھمہ ہا چون چرن امرت
شنمہ ہا چانی پاد کمَلن تل
کَس نبتھِ بو چون دیور آسہ ہا چاوانی
بیکس بالکس پیہ چھَے مہ چانئی
زنہ مرنگ بھُے ماجی اُدنیہ توارتم
بوہ ساغرہ منز بوڈھ میہ ہُر کھارتم
شاپ پاپ سنتاپ کونئے ژہ کاسانی
بیکس بالکس ست چھُے مہ چانی
ماجی انوہ گرہ چون گوژہ نین میہ داسس
بیجہ گژہ ہا لو سنمکھ چیت ہالس
وگلیم اگیان منہ ہا بو گیانی
بیکس بالکس ست چھُے مہ چانی

اَدتم منگان ژی شدھ پدھ بناوتم
انوسنداوتم ست چت آنند

تتھ بو پراوہ ہا پرمہ امرت وانی
بکس بالکس ست چھئے میہ چانی

گٹھنے بوہ سرہ متہ میہ مند چھاوتم
پراوناوتم میہ ماجی پرمہ آنند تہاں

اَدہ مہ نبرم ارمان جنم جینمانی
بکس بالکس ست چھم میہ چانی

## بھجن نمبر ۷۹

ماجی بوانی چانِن پمپوش پادن
لاگہ ہا ے ہر دیک پمپوش بوزی

کیا کرہ دوکھو سیتی سو ہو کھنت
زز دپومت ڈونگر دمت میہ سوی

سمسارک پوتھی اوچھی گومُت

ہیوٗن ہیوٗن واگو زولمت میہ سُوی

مدن اوتھمت ہینٔنے رنگہ ڈولمت

کرِ ہنومت زرد پومت میہ سُوی

زنبی دپہوچ سیوان ای پوتھی لٔتی مالنی

چانِنی چیرنِن تی گھورمت میہ سُوی

دونیہ ماز ہینہ اکھ شنگ دِتھ کرِتن

لوٗی ہیرہ ہرہ ترہ دزومُت میہ سُوی

ہبراوتِن موج تیتھ زانگ تیتھ

درانتھو مُت جمنیچلومُت میہ سُوی

شانتی ہندی امرتہ ششلاوَنی

راگ کے اگنن تاپرُت میہ سُوی

جھوم پوٗہے ارمان کرِ سنہ بلیھیے!

کرِ پھولتے برہ گومُت میہ سُوی

چانِی ہپوشہ پادَن پٹھ اوہ

اوچھن اربن گومُت میہ سُوی

ماج بوانی سفر چھُوم دُوری دراز
وتہِ خرچہ چھُوم نہ کینژاہ سیٹ

پاپن ہند بور چھُوم بڈُ کوہ
تیتھ گاہس چَھنی سُونہ شرپس مہ سیٹ

چھُم نہ طاقت ہیت فیرنگ نہ برونٹھ کنی
اوور تہرنگ چھُوم نہ پل مہ سیٹ

درد مندو تی ییتھ ہیومت چھُس بُو ملج
آسرہ چونوی پکیول مہ سیٹ

# بھجن نمبر ۵

گتی منز ہ اَن گاش چھُوی مہ ابلاش، واتم مہ اوتار
ماجی شارکای چھم ست مہِ چانی، کریم مہ اوپکار

بُوزم ییتھی جلد دور مہِ چھُونی آسے دامنس تل
عارتن چھُو نیدان ژی لِتہ سارنی مشکل حل

چھُوی نا لبکارن نالبوانن ہند بُورُ بُی دربار
ماجی شارکای چھم ست مہِ چانی، کریم مہِ اوپکار

تھف کری مہ اتھی آشنائے، آسئے باوئے پنُن حال
کیا گودریم کتھ اُژتم سنسار برمہ نئی تال
نلہ کنی یُی سنسار بیرم دِیوان بازگار ابی دلدار
ماجی شنبار کانی چھم ست مہ چانی کرتم مہ اُدپکار
اپنرس پتھ پوز چہ نظر اچھم ترادِہ ترادنے
ملہ ستگی شٹ کہ بش تنھی مہ سبزار چھوم باسناون
رزبو مہ آسان برِ مہ کن باسناوان شنو شنبار
وماجی شنبارکانی چھم ست مہ چانی، کرتم مہ اُدپکار
سنسار برستی چھوس مہ کرہت پانس آدھین
برمجی چمکا ہاڑی ہاڑی بناونس یہ پدھی ھین
بوزینی پت ھیوت تیلی مہ پتھ برم سیدوم سوال
ماجی شنبارکانی چھم ست مہ چانی اکرتم مہ اُدپکار
سمایزی گھری یہ گیرس اتھو دیم پنُن موکھ
زِلنو ونس ووکھ زاہ قی ہاوِتم نہ برنی پوژن سکھ
روشنس بہ تل لوگنس بہ وشیں پتہ لاسنے ڈار
ماجی شنبارکانی چھم ست مہ چانی کرتم مہ اُدپکار

ینہ سنسارس بوٗتھی چھی کینہہ، تی چھوس وچاران
کیتھہ کنیتھہ پاٹھی پت اچھ اچھی بینہ بر مراوان

چانی انو گرہ رٕٹس امی بہ مہ لیتس نیرون چھو دشوار
ماجی شنارکانی چھم ست مہ چانی کرتم مہ اُپکار

سنسارک بوٗتھی اُچھی اندرہ وچھم چھم کھرہ کھرہ
زرہ زرہ لوٗبے چھم کنیتھہ بہ عارت بوہ سرہ الوترہ

زی رٕٹس کس بہ لتشی موکلاوی بوہ سرہ دپیم تار سی
ماجی شنارکانی چھم ست مہ چانی، کرتم مہ اُپکار

پانہ پے چھی مٔنز اوینشدو پرانو
گتنتھہ ماتا پے شنارکا پے لس عارت شرلہ گوو

تس دوکھہ گرٕ چھان دوکھس لٔران برم روپ پینی سنسار
ماجی شنارکانی چھم ست مہ چانی کرتم مہ اُپکار

تی بوزت آسے بہ عارت چانس دوارس
ذی کوٗنی چھم سوکا منے بوزتم نارکارس

بیمی کشنی سمارہ منزہ مہ بمارس دنہ سیدری بوٗتھی نار
ماجی شنارکانی چھم ست مہ چانی کرتم مہ اُپکار

پُزٕ پد وناں چھُس تلبہٕ وَن میانِس مَنٕز چھِمہٕ گیاہ تار
گراں الوٗگرہ کوٗنہٕ چھکھ اَرٕنِس میہٕ گنٛڑھِتھ وھیر
تٕرِ لِیے میہٕ بٕھنٛے سمارٕ دِکوی ماج، ہیٚتہٕ ہا بہٕ دیدار
ماج شنارِکائی اَچھِم ست میہٕ چاٹی، گَرٕتِم میہٕ اُپکار

★

یُس یُس وچھان چھُم ژہٕ شنارِکائی اُگُن کرِہ وَن بہٕ زاری
تھوٗدی ہوی وناں چھُم گیاہ ژی شنارِکا بہٕ کاسی نا خاری
شرمندہ بہٕ سپدان چھُم نہٕ فوراں کرہ ہَس بوہ آلکار
ماج شنارِکائی چھیم ست میہٕ چاٹی گرٕتم میہٕ اُپکار
زیادہ کیا وَنے ماج حالِ دِل تھوٗدینٛی بروٗنٛہہ کنٛی
وُچھتھی بہٕ حال میون وَنہٕ الوٗگرہ کرٕ چوٗن میہٕ پی
چھوٗی پانَس تان دانہٕ ننٕتم گرٕتم میہٕ اقرار
ماج شنارِکائی چھیم ست میہٕ چاٹی گرٕتم میہٕ اُپکار

★

ماج شنارِکائی چھوٗی پانٕنی نِل آمیت ژٕہ صراف
گژھِتھ بوزِتھ کاستس پاپ بیہٕ شاپ نہٕ سنتاپ

کرتس ژہ انو گرہ کیا گژھی کم نیتس ژہ غمخوار
ماج شارکائی چھم ست مینہ چانی کرتم مینہ اوپکار
سمبتھ اسی امت ژہ لش ماج بڈی آشائے
گرہ ماج شارکائی سانئی اسیہ پنن اوپائے
بوہ سرہ چھیمہ فیمت المہ منزہ اسیہ آزنش ژہ ہیور کھار
ماج شارکائی سانئی ست مینہ چانی کرتم مینہ اوپکار

## بھجن نمبر ۵۱

### بمبر گیت

اکی دودھ کرشن آد موکس ونان    راد ہا مہ نشہ چھینہ پت ہیوان
لہ وان سو میانی لولک چھی بار    ادھو ومہ لو چھوی کونی قرار
نہ چھو تس کھن کونی تس نہ چن    راتس دوہس ہیئ پتہ مرن
میانی دردہ کوئی تس اندرہ بار    ادھو مہ لو چھوی کونی قرار
کیاہ کرہ نہ گنتھ سمجھاو نئی    خوش کرن نہ کنتھ رنجناونئی
ھیئ بونگر تو چھس چھم نئی وچار    ادھو ومہ لو چھوی کونی قرار
ادھ ادو ھوئی تس کرشنس    گیان ووس راگ تن اچی نہ تس

ییٔ شاستر وکوڈ مت چھُو سار
یُت نام نہ راگ چون تس چلیٔ
راگیٔ چھُو سورزی دوہار
یُود دِکھ مہ اگیا گچھہ پرتس
یُوزتھ سوگیان ییٔ تس وِچار
کرشنس اوس یچھ کیٔم چہ کر
یتھ چلی تس ییٔ لُک بچار
جلد جلد چہ گچھ بنہ کیٔم کرتھ
ننہ چھم لُبے زر، اچھ یی بار
اِی بنہ زخصت ہیت سو گوو
گوڈہ گوڈ وچھان لسنزی سوکار
رادھائے اوچھ بلہ اُدھو آو
موراہ رُوٹ بمبر ییٔ آس اوتار
بمبرو زُہ کنی بیٹھ آکھ لور
رادھا بو بچکان یچ چھس بیمار
باسوی زہ کیاہ ییٔ آکھ خمن
دُو دمنت تیلوک ییٔ سبزار

راگیٔ چھو اگیانک وِکار
تنت نام بیماری نس کتھ ملیٔ
راگیٔ چھُو اگیانک وِکار
بنزناون برہم گیان رس
راگیٔ چھُو اگیانک وِکار
رادہایے کاسس اگیان در
اُدھو مہ نو چھُوی کونی دار
رادہا الون راگ خِشس نرتھ
اُدھو مہ نو چھُوی کونی قرار
رادہایے نِش وانتھ سو بلو
اُدھو مہ نو چھُوی کونی قرار
ھیچہ لسی کرنی کرشنہ سنز گراو
کرشنن مہ لگہ اون تھو مہ نار
گیتہ گینہ نیہ لاگ مہ شوار
کرشنن مہ لگہ اون تھو مہ نار
ییٔ چھُو نہ سو اونیہ برد ٹھم چمن
کرشنن مہ لگہ اون تھو مہ نار

رازہا بہ چھس سنٹی لاجی نس
دپ دتھ مہ گوم کرنس بے وار
کو ناہ ونے چھم اندرہ نور
منترہ دفی پھہ کرنس بہ خاز
اسس یتھ چھو بہ دوہہ کرتھ
جگرس سوبتر تورنم مہ پار
لدتھ کھو یام جگرس اندر
نور نیتھون مور تھونم فرار
فری روس بتہ کیاہ اتی چھی شودبھ
فری اوسس مہ مرتھ کری قرار
دیران سو گھرہ هنی هنی گچھان
شوبھان سو گھرہ ینی خانہ دار
نوت تام گھرہ میون اوس سرس
درام یلی گھرس گوم وتھ وار
نس کرتنس روس لیے بہ کیاہ
گوم یلی جلیت کرونم سمہار

ہیری بتھ پتھر لون ترادنس
کرشنن مہ للہ اون تھوہ مہ نار
ونہ ننہ سیتی اتھان زخمن مہ کرو
کرشنن مہ للہ اون تھوہ مہ نار
نسوی آم تہ لونسنم تیر تربتھ
کرشنن مہ للہ اون تھوہ مہ نار
تتی نور چیتھ درام بیہ نبر
کرشنن مہ للہ ون تھوہ مہ نار
اتی کیاہ چھی سے اتی کیاہ چھو لوکھ
کرشنن مہ للہ اون تھوہ مہ نار
گھرہ دول نہ بتی آسی لبسانے
کرشنن مہ للہ اون تھوہ مہ نار
گھرہ دول یت تام اوس اکھ گھرس
کرشنن مہ للہ اون تھوہ مہ نار
اڈہ وتی کرتھ گوم یسی مہ داہ
کرشنن مہ للہ اون تھوہ مہ نار

بُوت تام گوٗلِس چھُوی میٖوٕ سان
میٖوٕ ہیراچ کران تِتھی اُودلہ کران
اورٕ لۆرن تِتھ بُلبُل بیہان
رگ گُل وِیان تِتھوم بُلبُلَن میر بار
گوٗل دِیان گو چھینہ اوٚر لور گژھون
یِیِ چھُو میٖون بہ امی اَسند غم خوار
میٖوٕ موکلِتھ نچی تاسِ دیتھ
پتہ کیاہ گوٗلِس سیتی تسِ چھُو کار
شُمار کانہہ کینہ آوچھ نہ سۆدر
مطلب نیرتھ کوٗشِ تَس ییکار
دٕرِ سندہ ہر کُنسی گوم فرتھ
یکنس نہ برونٹھ ییت رود نہ دار
حال بوز ونتھ ہمرٕ میانوی ونتہ ژی
ییٚتی سران چھس آدمہ روس تس کتہ قرار
میٖ لوٚ نہ ژی سرٕی چھوس گلان ہنے ہنے
گژھتہ ہمبرو ونتہ کرسس میون حال

نُوت تام چھُہ بُلبُلَن تیتی لسان
کرشنن مہ لگہ اون تھوٕ مہ نار
گوٗلسی پتھ سوبول باشی کران
کرشنن مہ لگہ اون تھوٕ مہ نار
تیتی گوٚ چھُہ بُلبُلی سیتی لسون
کرشنن مہ لگہ اُون تھوٕ مہ نار
بُلبُلَن گژ دھانے پتہ دھور اورٕ تتھ
کرشنن مہ لگہ اُون تھوٕ مہ نار
بیرتھ کانہہ سطلبی چھُو لوٚر
کرشنن مہ لگہ اُون تھوٕ مہ نار
منزٕ ونی پیٹھ گوم بازی ہتھ
کرشنن مہ لگہ اُون تھوٕ مہ نار
کیاہ مہ کرس کرشنس گئی میانی دی
تھوٕ مہ جگرس کرشنن لگہ ون مہ نار
کرشنس روست اُدینہ مہ راد ہاے کیاہ بنے
تھوٕ مہ جگرس کرشنن لاگہ ون مہ نار

چانی ورهٕ کے نارٕک مہ زنہ
جگہ سی مہ اوسم اوہانی
رٕٹی چانی سُری سُری کوڑ مہ شوٗر
اندری گیم سو زلالی
بینہ دراس ژرہ ژھانڈ بانی ییت تہ بروٚنٹھ ژھیہا چانی گوسس گیت دلوانی
سٕنی کس ژرہ روٗش ماجی گیاہ مہ گوم گیاہ اوشوی مہ گذرانی
چانی وردہ گوئی ماجی اندرہ یار
اوشس بہ پیترادانی
دُشوار مہ گوم دور ییٚ چوٚن
ماجی اوشس نہ ژالانی
لولی منز ماجی چانی یاد ہیتھ
شوٗز اوشس بہ دایانی
گانگلی کیرتھ رٕتھی بستی برپان
اوشس بہ دِن کماوانی
دِرھکی دُدکھ درباوہ نخوطہ
لگی لگی مہ توجہ پریشانی

ورِہ آولنی چانی روٹھنس یہ تل
اوسس نہ ینی اوتلافی

چانی ورِہ ودِی ودِی اچھن مہ لجہ
زون خون اوسس یہ مارانی

چانی ڈلینہ بابت یہ ماجی
پان اوسس یہ مارانی

لوکو تھہ سِٹھاہ سنگدل زرہ ماجی
امی منزرہ زرہ کیاہ چھو میرانی

کیاہ ینی چھا ماجی ہوند سِچھاہ
چھا دور شورِش سو ترٲوانی

چانی خیال ماجی چون سو روپ
اوسس یہ ٹھیکراوانی

نتھی کن مہ اوچھی ارچھی سِچہ کریم
از تا نبہ یہ گوس دِن کڈانی

اوینہ گیوم بود ملچاز زرہ سِینی
اَدہ کھورہ زرہ کیازی ٹھہرانی

شوقہ سان بہ آسے بروٹھ کُن
ڈکہ دِتھ ژہ گُوٹ چھک ژلانی

چھُچھس ونان ژہ ماجی گودرُون پنن
بُوزِتھ ژہ ڈال کُوت دیوانی

ڈکہ زد چھُوسے بیوہُت ہیتھر
رَنہ کِہ ہوُت ژہ پیتر بہ لاران

سمباہ سٹھاہ گوم ماجی ژہ پیتہ
پکی پکی بہ گوٗس اونبہ تھکانی

اونبہ ژِہ روس آکھ کھن پنی اپور
ڈھرتہ چھُوسے نہ کینہہ ہیکانی

اُونبہ مہ گچھہ ہی بالکس نظری دور
عادت ژِہ روُست چھُس ینانی

بیکس نہ بےکس چھُس بہ ماجی
ژِہ روست چھُوسے بہ تنبلانی

یا روزِ مہ سینی سیتی نتہ دِمہ تم
توت نوت یوت ژہ فیرانی

پاڈن تل ریٹھ ییتھ ژہ سیتی
پھتی آسۍ شولہِ مارانی

اُرہ ژلی میہ چانی درھوک یپۍ تار
شہجارہ گچھم میہ وانانی

ژلتم میہ دُوکھ نہ دادی دُور گچھن
سروہ سُکھ میہ رُوزی پیراوانی

ببہ واری نِت ژہ رانس صراف
آتِیرم ہٕت شرن ایوانی

کاسں نس دُوکھ نہ دادی بھۍ نہ غم
سہا ہیتِس روزنس بھوانی

# بھجن نمبر ۵۳

لُہمکھ میہ چھانڈی چھانڈی شہرہ گام
موجی شارکا چھُوی ژہ میون پہن تام

☆

بوزُدم ہتھُوی آسئے بہ پوُر
عازتن وسان یتی ہاپ بوُر
یوکلاں کران ہتم وشرام
ماجی شارِکائی چھُوی ژِہ میون پرنام

*

آشاب ہُھے وارِ مچہِ مہِ چھُئے
یَنہٖ بوزدم ماجی چھُون پئے
ننہ لول مہِ چھُون اندری گنبام
ماجی شارکائی چھُوی ژِہ میون پرنام

*

بوزکھ ہتھوی عازنسِ مہ حال
اوپدی ژہ سیرہ نیہم دبال
کتھہ برم کوی ژال ولنہ آم
ماجی شارکائی چھُوی ژہ میون پرنام

*

دوروم جنم روُٹھہنس برمن
ھوونم مہ دشنن ہندی چمن

برم کِن مہ وشین کن گژم لام
ماجِ شارکائی چھوی زہ میون پرنام

★

برم نئ پتھر پاد نوونس
برم نئ بہ وشین لوگنس

دِشن پتہ لارِی لاری مہ رام
ماجِ شارکائی چھوی زِہ میون پرنام

★

اوُد راہ سنسار ننگہ نئی
گولہ کوٹہ نہ اِنی کانہہ نخہ نہ کنی
بزار بوہے بوزنہ مہ آم
ماجِ شارکائی چھوی زِہ میون پرنام

★

سنسار چھو زیو س فِرشاکہ پتھ
پتس پتو بٹھ مِسو گواتی پون وستھ
بٹھ دریئی باسان تلہ پئی خام
ماجِ شارکائی چھوئی زہ میون پرنام

★

برم ہٍی بو ہوٚوہ مَس چوٚونَس
لوٚزنِشی بہ پَت کڈ نوونس
ٹھِم ہیوٗڈہ یٔی مَس تٔلہ ڈبوڈھ بیٚی خام
موجی شارکائی چھوی ژرہ میون پرنام

★

کیٚتھ ترہ بہ یمی بوہ سرہ بہ پار
زرچھم یوٚہے اندر بوم ییٚی بار
ییٚی چھوس سران ماجی صبح تہ شام
ماجی شارکائی چھوی ژرہ میون پرنام

★

ژِہی روٗست پنُن حال باوِہ کَس
اوٚرِ کار میانیوک تٔل ژرہ دست
ژِہی چھک میانی پرم دھام
ماجی شارکائے چھوی ژرہ میون پرنام

★

وِچار امرِت چاوِتھ
سرسوتی رُوپ مکھ ہیٚہ ہاوتھ
کرتھ ہیٚہ تمی کوٚرِ انتظام
ماجی شارکائی چھوٚ ژٕ مےٚ یوٚن پرنام

★

آمُت ژٕ سُمکھ چھوی صاف
کاس تٔسی چھیٚن ہندی ژٕ پاپ
شرٕنٕس یوٚ چھےٚ ان تٔس انجام
مُوجی شارکائی چھوی ژٕ مےٚ یوٚن پرنام

★

تٔس سیٚنی سمتھ اِسی آسےٚ بوٚر
ماجی شارکائی رِٹنی چانِی کھوٚر
چاوٕ بھکتی رس کوٚنی اسی ژٕ دام
ماجی شارکائی چھوی ژٕ مےٚ یوٚن پرنام

★

# وٚچھن نمبر ۵

آسے بٔرِس تٔل مہ تراو نظر
ماجی شارکائی اَلوگرِہ مہ کر
بۄزوم ژٕرِہ نِش ماجی چھُوہ میۄن اۄپاے
یتی گژھی ژٕرِہ نِش حل مہ ابی پراۓ
یَوَن یوٗن گژھان چھُوہ نہ بے اثر
ماجی شارکائی الوگرِہ مہ کر

*

قبران مہ اژنا نبہ کرہ مہ کیاہ
لوکچاری ژٕرِہ نِش آس نہ زاہ
مۄرہ گژھی بہ تھووِنس بے خبر
ماجی شارکائی الوگرِہ مہ کر
رٕبلچی مہ ماجی روزم نہ زان
سمبارہ گژھی ٹھِہ گوٗس برِہان

گاشتہ کنی گنڈ پراوہم گوم انبر
ماجی نشارکائی انوگرہ میہ کر

شاستر میہ پوز پارسے دِلوان
ماجی تشارکائی چھکہ کر بلندھان

سارکی وید گیوان چونوی بجر
ماجی نشارکائی انوگرہ میہ کر

اُونبہ آس بوجہ برہ تل ترہ آس
پاپ موکلنم نتیی گوم یئی باس

کرنم میہ اُونبہ کرس سنزر
ماجی نشارکائی انوگرہ میہ کر

سمسارہ کھیئے دِلوہ موکلی اُونبہ
اُودلیس نیم دیوہ اُونبہ میہ پونبہ

دیوہ نژلی میہ جنمن ہوند بجر
ماجی نشارکائی انوگرہ میہ کر

 

بے یس بہ باونے آسں ترٛہ سال
چارٛس میہ پتھ ٹُتم دیال
پرارن بہ برہٕ نل میہ برنچھ
ماجی شُنارکائی الوگرہ میہ کر
نوُ ٹھمت بُوگمہٕ منترانہ بےگاش لہ
مبیٛ تھوی میہ ماجی اندرہ ایلانش
اوچھت بہ ترٛی سارسی اندر
ماجی شُنارکائی الوگرہ میہ کر

★

سنکوچ درشٹی میہ ترٛاو ناوُ
سارسیُ منتر سروُپ پٔنن میہ باوُ
بھیدوچ میہ پتھ گلیہم نظر
ماجی شُنارکائی الوگرہ میہ کر

★ ★

لبو کھمُت چھُوی رٕشیو مُونیو
گُنی پھُٹھ اشنام
لُبس رٕٹی ہر ولیس منز شُری رامس
سُوی لبی اُوتم دھام

★
میلتھ گچھی سُوی پانٕنیو رسدس
اَدٕ کری شُوئی وِلیشرام
پیہ نام سو نُوی تس شری رامس
شُوی کری تن سو بیکار
اِیجی ضمینی بوہ سرہ منزہ سُوی
وٕنِتھ سِدھی بُوزھی مار

★
ازِ پیچ کتھا شری رام سٕنز
وُکنی رُوس گنی سماپت
بٕداسی گومُت ہیور لُون بدھی
سُوی کری تن اسی معاف

زِنہ مرنہ نِشہ اسی سوئ موکلاوِن
کاسِتن سانی پاپ
اَلوگرہ کرِی نن اسی عازِبن پیٹھ
رِشِدہ بدہ گچھتن پرانت
آنہ کرِن سانِن کھوہ ہمت
مل سوِ کری نن صاف
یُونہہ اسی موکلن زمن بندی
سانی پاپ شاپ سنتاپ

## بھجن نمبر ۵۶

ھے نِیت پادن ہے سیتارام
شری رام وانئے ژہ میون پرنام
ماتا پِتا بندھو براتا ژٔی
سوہرت متر ژٔی سوکھی داتا

ژِھا آدِ ملری ژرٕ میون پرنام
شری رام وانئے ژٕہ میون پرنام

آسی شرن ژِرٕ روٗٹ میہ چولوی دوار
لوٗتھ میہ عالس نی بوہ سمرہٕ نار

لوٗبھ بہ زِنہٕ مرنہٕ نشہ کرہا دلشرام
شری رام وانئے ژٕہ میون پرنام

وِبنہ گنی میہ کھیچاہ زہم واری دارِی
لوٗنہ نہ پاپ باری ہت تھکس ناری ژری

نیو رنی بینم نہ کیوٗل ہوشس میہ جام
شری رام وانئے ژٕہ میون پرنام

زٕہما وارلوم یمہ بوہ سرہ
موکلنہ پاپت کری میہ ارہ سمرہ

کرنخلی لوٗنہ ساری گوم حاصل کمنہ آم
شری رام وانئے ژٕہ میون پرنام

نِی شدھ چیتن اوسس بہ سوٗن
زلوہ ہاو براوتھ اوتھوس بہ بوٗن

سوِن آستھ بنیوس پانئے بہ ترام
شری رام ولنئے زہ میون پرنام

شری رام رگھ نندن دِنہ مہ ور
یادی سیون کرہا چون نرانتر

کرہا سمرن چون نِت بہ صبح شام
شری رام واتنئے زہ میون پرنام

آشایہ سس آس وَنِنی مہ بوز
شری رام لاگھ کھِن سُمکھ مہ روز

موکلاو مہ زنموزش دکھ مہ یرم دھام
شری رام واتنئے زہ میون پرنام

## بھجن نمبر ۵۷

### شلوک

دیا کرہ دیا روپہ | دیا مورتیے دیا دنے
جگنام تو دیا کر نری | سرو کرتری نمستنے

ارکھ

دیبائی منز ژہ چھک ماجی کھسان
دیبا ھوورتی ژہ دیا وان
دیا روپ چھک ژہ ماجی جگتس
دیبا کہونی ژہ میوون پرنام

★

دیبالو دین بڑھو ژی
برچھون عارن چھو چون سبھاو
مہ ماجی شارکائی کرُوم الوِکرہ
دیا دِرشٹی مہ عارِ ِنس تراو

★

اکھاشوریم منشوریم پنیشوریم
ژی نش یور آسے
یمی دوا رہی کھٹن بو سرنِمن
ترہ مگ بنیو او پائے
ترفت گنی نیتم بنیے یورن
پنن ارمان تمن نیتی درائے

مہ ماجی شارِکائی کرُوم اُنوگرہ
دِبا درشُنی مہ عارِتس تراوُ

*

ہموٚنیہ منہ ژِہ کیٚری پُوچا
ہمو کوٚر پوٚن نِتہ سُمرن
شرن آے یم ژِہ پادن تل
ژِہ پوٚشرکھ پان کرُوکھ ارپن
ژِمن پننوی کٹ کھیٚ نراوکھ
ژِہ کوٚر پھک دوُر دوُکھ ہوتہ ناوُ
مہ ماجی شارِکائی کرُوم اُنوگرہ
دِبا درشُنی مہ عارِتس تراوُ

*

پوُچارنی آٚس دارِتھ آٚس
مہ دامن چونوی چھوٚمئے روٚزمت
ژِہ پوٚتھ تارک مہ عارِتس گٔمی
کٹھن پوٚرہ سٔرہ چھوسے فوٚلمت

بہ خوشتی کرم اکھ روٗٹ
مےٚ عارتس ماجی ژہ اَتھ پھیلناو
مےٚ ماجی شارکائی کرم انوگرہ
دیا دِرشٹی مےٚ عارتس نِراو

*

بہ اوٗن، آن پٔرھ نہ اکِ بانی
سچر لد، ہیون تہ بیہ انجان
بہ کیہہ تہ یمی کھٹنی ژورہ سیرہ
اِژی بھئے چھوس اندری گلان
مےٚ چھم ست چانی مےٚ چوٗن آسرہ
مےٚ اِی بھئے منز ژہ ماجی موکلاو
مےٚ ماجی شارکائی کرم انوگرہ
دیا درشٹی مےٚ عارتس نِراو

*

کرِتھ تھف آسرس چانس
پننٮ پان ژٕری بہ پوشرانی

دپئے چانی پتھ نظراہ

تھو نیتھ چھوس دِلن گذارانی

سمسار کرکھتی بھئے زِتس

ژہ روست کس ماجی کریم بچاو

میہ ماجی شارکائی کردم الوگرہ

دیا درشنی میہ عارتس تراو

بہ نرمل مرا کھہر نہ وھن

نہ چھوس کونی یوگیہ چھوسے ناوان

ہمت چھم کم اکھ چھم دل

وشہ یکہ ون چھس نہ سامرتھ وان

بہ یوتھ چھس یوتھ چھوسے میتی زری

میہ سینتی چھوی ماجی ہند ورناو

میہ ماجی شارکائی کردم آلوگرہ

دیا درشنی میہ عارتس تراو

*

ہمن منزانس گژھنس
بہ لوگوس پننوی کرمو
یئی کیہنہ پت کن میہ اُود پائٹے
اُ نکنت انیہ تی میہ لولون ییو
میہ انہ نا نیہ آیے دو کھی دُدکہ بروشتھی
دوہے رُژم سکھو کہ ابھاو
میہ ماجی شارکائی کرژم الوگرہ
دبادرشتی میہ عارتس نراو

*

گرار وہنس موہن لوبھنے
گراناپائے ہندی زالی
گرا آم بُوتھی موکام تئے کرودھ
گرا اولس اہنکارنے
تژہ کنو پکنس نہ ویچھہ وَت
نہ دبنو ہم سرورنہ ماجی چون دیان
میہ ماجی شارکائی کرژم الوگرہ
دبادرشتی میہ عارتس نراو

یہ سپزتھ وِچھ نظر کرِس
یہ اَکھ لبکھنہ چھُو کیا آمُت
اوُچھم لبکھت اچھر
ہلی گلی
اَڈ ین اچھرن گوچھ گومُت
یہ کرِس یمِ اچھر
ہلی گلی
یہ عارِس موُجی زِہ تمِ سیزاوُ
یہ ماجِی نشارکائیٔ کرُوم
الوگرِہ
دیادرِشٹی یہ عارِس نراوُ

*

یہ کرم کہ کھوُری یمے بُوتھی آے
یہ پانس چھُوم پَنن تقصیر
یپی کوُرمت پانہٖ آم پیش
کرمین پیوُندیی چھُم تاثیر
یہ عارِس موُجی پنن اَتھ ڈال
یہ کرم کہ کھوُری زِہ پانہ سِزاوُ
یہ موُجی شارکائیٔ کرُوم
اَلوگرِہ
دیادرِشٹی یہ عارِس نراوُ

سِٹھاہ پری پیرِ نہ سُہری سُہری ماجی
میہ سپدوم اندرہ یلزنی باس
یتھی زِزی الِشہ بنیم والوگرہ
یُرھے چھم اندرہ دُورِ وسواس
یُرہے دِشواس میہ پورن کرو
چمتکارا پنن نن ہاوُ
میہ ماجی شارکائی کرُوم الوگرہ
دبادرشٹی میہ عارتس تراو
صراف آمت زِرہ نشِس برہ تل
شرن سپدکھ تیہی براران
زرہ موجی شارکائی کرِوس الوگرہ
بھِیُ آشا سمو چھوی دھاران
دیائے ہنز کروس نظر اہ
زینتھ ہنز زرہ کاس تس گراو
میہ ماجی شارکائی کرُوم الوگرہ
دبادرشٹی میہ عارتس تراو

تس سینی اسی سارمی
شرن چانس برس تل آسے
اسی عارتی رچھن چھیئ تزی
تزہ سیوجی کرپا نہ سون اوپاسے
تچھر پیمنی نہ تنمنی یمی
لوہ سرہ منزہ تزہ نارسانی ناو
مہ باجی شارکائی گردم الو گزہ
دیا درشنی مہ عارلس ترلو
مہ باجی شارکائی گردم الو گزہ
دیا درشنی مہ عارلس تراو

× × ×

# فہرست کُتُب ہا

(۱) امرت لہری
(۲) پنچستوی معہ ارتھ بزبان کشمیری
(۳) مہمنا پار شلوک معہ ارتھ
(۴) بھجن مالا بزبان کشمیری اردو
(۵) بھجن مالا بزبان کشمیری ہندی
(۶) گوری استوتی معہ کشمیری ادھ
(۷) سنگرہن ستوتر

درگا پرنٹنگ پریس سری نگر
(پرنٹر ایس ہی)

